موہنی ریفا دارت چھوہ نیرانہ
کملاسہ وآسی تہ ڈلیشت برمانہ
ورگہ پاٹھہ درگہ ریف دارانو
مہمانوہ نیزوک کوہ بوزانہ
زبوہ سیت کوسہ کنہ آسہ بوزانہ
واجہ بنگرہ کنہ تس چھوہ فیرانو
سونہ کرٹھہ کرتہ روپہ مرٹھہ بندہاوانہ
مخنہ چونہ جر جر لعلِ بدخشانہ
تاتا پرکارہ آسہ مکہ والو
موہنی ریف ترئی لت لت پکانہ
تیت واٹہ پتہ اوس آسان پرکھبانہ
ناگمنہ کیشس اپسرا والو
سیپتا سونانہ تا ڈلیشت تھبلانہ
تس سیت سیت ہتس نشہ وانانو
پانہ درایہ فیرت سو ہرشانو
یژھہ سان تس مارہ مژہ آسس لاگانہ
مرٹھہ بندہاوٹ تہ کرٹھہ کرتہ دسوانہ
تولہ تولہ طولت سئو تولانو
پیرن تہ شیرن چھس ژھلہ برژانہ
ژی ہش زون آسہ سر لیس میلانہ
تنہ کینسہ شوبانہ آسانو

ساس باسکرہ تیزہ باسانو
رمبہ وُن کیشو سو کیشو رنبانہ
سُرگہ چھہ اژہ رژہ مژہ آسہ گرٹھانہ
زبوہ تنہ اڈہ کچھ گرٹھ ہانو
تریہ ریمہ دُویہ روست مہارازہ بھگوانہ
گھرہ گھرہ اٹن تہ برہ برہ نیرانہ
واجہ آتہ واجہ بیہ دسوالو
مت مت درایہ تس پتہ پتہ زنانہ
مُول اوس وُچھنک تہ کنہ نک بہانہ
یمہ جس منز ریلہ چھہ واتانو
آنگن منز باگ سانگن چھوہ لاگانہ
ماتس پتہ تس ملل مل کھارانہ
رادھا یہ لاگنہ پرٹھہ ہانو
راجہ رینہ واجہ بنگرہ لاگنہ جس دیانہ
رادھا کونی چھہ تہ تریہ ریف بھگوانہ
گھنہ پات پتہ تت سو پرٹھانو
ڈولنہ مالہ چھس لولہ سان پیرانہ
بایا تیت اوس مایایہ اولہ سانہ
اوچھمت چھوہی کنہ کنہ تانو
ینہ رسس تہ چھہ ینہ رانی شوبانہ
پریہ دینہ تریہ چھوی پریہ وُن آسانہ

رادھا یوہ یُوزِن تہ ییدِ چھہ مندہ چھانہ
یُوس چھُوم او چھوت سُوی چھیم پرمانہ ،،
ییندرازہ بندہ لُس چھُوہ روزانہ
مُوہنی دُوپہ لُس تنت کُس آسانہ
ٹاچھرہ کُن چھُک ژہ آشچر یہ ونانہ ،،
نندہ گوپُون یُوس چھُوہ سنتانو
سُوئی کیاہ چھُوہ دیون ہند دیو آسانہ
زگہ ہند آش سوئی تہ کہنہ چھُوسنہ پوشانہ ،،
مُوکھ ساس سِریہ زن چمکانو
فبرت سو موہنی رادکا یہ پرنانہ
سُوی چھاسوئی یُوس دُودہ ژوُد کرانہ ،،
شہرہ گامہ لوک لُس چھہ خوژانو
رات دِن گوپِین سیدت سیت نژانہ
پرزہ منز کونہ ویزہ لیزہ چھُوہ مندہ چھانہ ،،
مال ماجہ او چھنئی یُت تانو
نُت ہیو راتڈ آسہ کرانہ مندہ چھاوانہ
وتہ ماکنہ ویزہ. بیراہ نیرانہ ،،
وبرودھ موکھ کہ دُدھ کھالانو
دُوپہ لُس گوہ چھُک اپہ واد ونانہ
ییتھ ہموادہ آسہ اپراد خسانہ ،،
ہرشہ شوک وشہ چھُسنہ ژشانو

تُولہ ہتہ منہ چھُس ونانو
ترُن یوہ نن ہُند سِریہ سوی آسانہ
وندہ لُس زُونہ جان تی چھُوم ترجانہ ،،
یُت آسہ آسومن بھگوانو
دُوپہ لُس آشچر کیا زہ چھُک زانانہ
سُوئی کیا چھُوہ زنس آمُت بھگوانہ ،،
دِلُولُس چھہ ساری سیوآنو
سُوی کیاہ چھُوہ نرُدکھ سُکھ ریتہ کلینہ
سُوکھ موکھ تکھ ییت مہ آستن آسانہ ،،
ہی ہی کیاہ چھُک ژہ ونانو
سُوی یُوس چھُوہ کرُشنہ نامہ شامہ رپہ آسانہ
دُومہ دامہ خاصہ عاپامہ چھُس دیوانہ ،،
ینہ پزہ تئی تئی چھُو کرانو
زگہ منز اوستا. ییہ کانہہ لیسانہ
تانہ ہتہ اونہ نتہ پتہ کہک امانہ ،،
تھنہ رینزن یٹ نژانو
رادکا یہ لوُزت دارہ آس دزانہ
واکھ تمسندہ تُس شراک زن لگانہ ،،
لُس ویشہ یُس آسہ بھگوانو
یدلُس چھہ طلِ نند استت وکھنانہ
موکھہ پرت کینسہ ژکھ آسہ الوانہ ،،

سُوی کیاہ چھُوہ دلشہ کالہ رتہ سعت البشر پانہ
نشدن پلیش ھمنی تس کیاہ چھہ پُوزانہ
نرمل ترہ آنکار آسانو
ساکارہ پیپہ سوی سروہ کارہ آسانہ
اننہ منترہ روزنت اندہ کتہ یوزانہ
دلشہ پیپہ رکھپال آسانو
برتھ سیت منزھ اوتارس ایوانہ
ستہ برتھس منہ شنکھا کاسانہ
بن بن رتن تتہ خارانو
وراہ موکھ ہرناکھس مارانہ
بندن نہ کمہ تمپٹ دندن دارانہ
ہرناکشفس پشہ تاوانو
دامن سُوبلہ داتوس دان منگانہ
نراوپاد گوسوپاد ہردہ شیر دارانہ
کھترہ کھترہ کھترین کترانو
رامہ اوتارہ بالہ پادہ زہالہ مارانہ
رانچ وبیوتی وبھیشن پنشرانہ
بوترازہ بار لرتھ راوانو
بودہ اوتار رشدہ بدہ پاٹ نیرانہ
[illegible] زی زیلون ہیتہ کاسانہ
[illegible] درمسس نہ بل دیوانو

ہیشر نہ تس کونہ آسانو
سُوی کیاہ چھُوہ نرلیپ نرگن آسانہ
بیدہ ابیدہ وین وید چھوس وکھانہ
نروبکارہ آدِ انت رُوزانو
سُوی کیاہ چھُوہ برہما سرشٹ اُوپداونہ
رُودرہ پیپہ سارکوی ناشک بنانہ
شنکھاسورس دلیسرا وانو
کریمہ پیپہ سمندرس ساروی منزانہ
لچھمی سوتہ تراوت چھہ تس رٹانہ
نیمتر پوم اتھہ ہیوانو
تھمہ نشہ نرسیہم اوتار نیرانہ
پیہلادس پدٹہ سرہہ پرپیہ برانہ
دوپیہ پادہ ترہ بھون رٹانو
پرسرام پام اوتار دارانہ
رتہ ترپیتہ پتوی کل تارانہ
راونس باونہ والانو
کرشنہ اوتار امت چھوہ سُوی بھگوانہ
کم کم کمسس ہُو آسہ گالانہ
راکھسن چہ ولیسہ راوانو
کلہ یوگہ انیھتہ نیرہ کارگی سُوی پانہ
پاپین بندہ بندہ ڈنڈا آسہ دیزانہ

زنمہ نہ نمہ داس تسنزی چھس لو آسانہ
پرشس ژھایا چھہ سیت سیت پکانہ 〃
منزلس منز للہ تاوا لو
پڑھنمی ییی اُ چھہ سینہ چھس ہاوانہ
بھگوان تامت کرشنہ ریلف دارانہ 〃
رادھا ہردہ منزلس ڈیشا لو
کلہ نہُند تلت پام سُند اَس اوچھانہ
رادہا سہت کرشنہ سندر پاتیانہ 〃
کرشنس منز ینبوئی پالو
یمی کلہ منزہ فُل چھوہ تیرالو
تمی کلہ منزہ سُوئی فُل ژُولانہ 〃
سنفہ سیت کنہ چھوہ ییالو
رادھا کرشنس شرن چھہ گرژھانہ
آہم یلہ گلہ سُوہم پت چھوہ روزانہ 〃
کرشنس سنموکھ چھہ توتالو

نی رُوست سُوتہ چھُوتہ رُوزالو
لسندی کملہ پاد ہردہ چھس لُو دارانہ
اپہ وادلسندی کتھ آسہ زالالہ 〃
کرشنہ پاد ہردہ منز مہ آسالو
رادھایہ ہردیس پرتہ بم ترادانہ
رادھا کو چھہ ہت چھو کرشنہ جُو پانہ 〃
ہردہ پک سنموکھ ڈیشالو
پانس منز یلہ کرشنس چھہ ڈیشانہ
لولہ یوگ سیت چھوس سم یوگ بیانہ 〃
سوی کُل فلس منز آسالو
ونہہ سیت کیاہ سنہ آسہ بنانہ
سنہ نتہ ننہ نہ کیاہ چھہ ونانہ 〃
کرشنی کرشن پت رُوزالو
لولہ سیت رادھا ہرزن بُولانہ
یُت سو ونان نُت کوہ بوزانہ

## لیلا بزبان رادھا جی بسُوی شامہ سُندر

جی گوبندہ جی گو کلانندو
سوکھی تا تھہ موکھی داتہ نربندو
نر گونہ نرآکارہ اتہ ہسندو

سُندرو وندہ یو من پادن
داتہ کت لو چانن گونہ وادن
پرکاشہ ریپہ آکاش ماندو

آئش گاش چھآنِ بِسدن تہ سادن  بسریہ موکھٹہ گنٹہ کاسنم تہ ین...
دلیشہ کالہ رستہ شیشہ ناگہ مسنندو  نیشہ انیشہ دور انت آر...
ہبشر چھہوینہ کو نہ پلے مانندرو ،،  جسو دانندنے شری گونڈ...
نندہ گور کرہ چھان آرادن  کرلیشنہ درشنہ کورتھن پرسن...
ژرنن چھانمہ کرہ کُس اندو  بکھہت چھان یلہ کرہ پر ہلا دا...
ہرنکشفس فوٹراوت وَندو ،،  بزملہ نشکلہ پرمہ آنن...
مل کاستم منہ چھم لادن  نِگمن تھاونن منہ پرسنا...

## داستان

بھگوان لچھ گون لُول تس برانہ  اَچھ دارہ کو چھہ للہ ناو...
ساسہ ابلاشہ دم دِلاسہ دیوانہ  ژٹ ویمرشہ دفت مانہ بھگ...
دُبنس گژھن چھُوم منز متھرایہ یانہ  کمسا سُورس ہمہ نتتہ پرا...
وسدیو تہ دیوکی آسن مُوکلاوانہ ،،  میانہ ہاژہ تم کیاہ لگمت باند...
یزہ کِن چھوس بو تھہند سنتانو  زنمہ رین سارنی چھوہ ویدمہ...
توہ پتہ جنج ہٹ آسووہ ایوانہ  سُوکھہ سان رِتہ مُوکھہ تو...
پانس سیت سیت آست نیوانہ ،،  رات دن میانو می دھیان آس...
ژھاران مُئی تہ منی گارانو  توہ کِن بونہ ژی آست ژھا...
ئی ونت چھوہ بھگوان رخصت ہیوانہ  مُوہنی یہ بیپہ برہ نیرا...
سِنپتایہ مالکُ مل اوُس منگانہ ،،  یِت مُل منگہ نستہ یتہ چھس...
دُوبنس بیہ آسن ژہ ایوانو  تتہ نیرت گوگو کل بھگوا...
رادھا رات دن بکھہت آس کرانہ  تتہ منہ دارت سُوی دھیا...

| | |
|---|---|
| لچھمن زن پرم آنند پراوانہ | ژٕت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو |

## ...رسیدن نارد جی درخانہ برکھہ بان اظہار کردن حقیقت رادا کرشن جی ...ورفتن شری کرشن جی در مہتراو کُشتن کمسا سور خلاصی وسدیو و دیوکی ماتا از پاند وانہ

...دہ آوٗ فروٗژ نارُد چھوہ واتانہ ۔ پاد پرنام چھس کرانو
...سند درشنہ پاف تشاف سوٗرانہ ۔ ژٕت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
...ریشہ پرُژھس کتہ پاٹ چھوک واتانہ ۔ ڈنڈوت سار چھس کرانو
...ژٕ کالِ ڈیوٗٹھک تہ گرہ گرہ نماہ ،، رادھایہ بوزہ لس ریش اوٗس ونانہ
...کرشنہ جو نمس چھوہ بھگوانو ۔ شری سرہ سوتی زہ سیت سیت ہیوانہ ،،
...د تار رنگہ رنگہ ژی سیت دارانہ ۔ ہنہ کاڑک یُت چھوہ پڑھانو
...بلہ یُت خوش کرُس تیلہ تتُ کھیلانہ ،، میلہ دوٗن سوداتہ کھون چھاگیلانہ
...بلہ چھونہ دوگہ نیر دیپانو ۔ منہ روز سنتوشٹ ژی پت بھگوانہ ،،
...رہمن اوٗ پاسک چون چھوٗس بو آسانہ ۔ ترن بوہ نن بو نیت فیرانو
...پرت شایہ بھگوت گیت چھوٗس گیوانہ ،، وٗنکِن گوکلہ یٹ چھوٗس واتانہ
...و یواہ کارس زہ پڑھانو ۔ رُت دوٗہ تہ رژہ کامہ کرنس شوبانہ ،،
...جسو داندہ گوپ توہ کن اوٗچھانہ ۔ اوٗچھان اچھہ چھک لوسانو
...نار چھک میانی وانہ نچ آسانہ ،، سمبند کتھہ ہندہ سمیوک آسانہ
...گر گہ ریش ینہ توٗت واتانو ۔ ناردس توت نام ساروی چھہ ونانہ ،،
...ت ریہ لالنس کوٗنہہ چھاپوشانہ ۔ اَس آس تل تہ بیٹھ کرانو

کینسہ ہندہ اختیارہ کنہ چھا روزانہ
تت ہت یُورہ نوُرہ بوُ زانوُ
کہنیُ چھہ دل نچھتر رُوت اُوچھانہ
کینیُ چھہ ورمنگن تہ شاف کاسانہ
کینیُ چھہ لوگہ گت پراوانو
ساوتری ہنز چھوک وارہ تا ونانہ
پتہ ورتا پہہ ستی زہ آسانہ
گوکل گژھ لستہ یژھانو
تنیچھ ہت نارُد گوکل واتانہ
بوزت کتھ بات یاد چھُوک پیوانہ
پزہ بت سوخاندرس بزمانو
توہ کن بوس آسہ ہنگہ رنگہ آسانہ
لُوک بُد زانہ نس لوکہ ہُند سنتانہ
بالہ گوُپالس تہ پیرانو
نندہ گوُپ گژت وسدیوس میلانہ
مُوکلیالستہ[۳] بھگوان موکلاوانہ
نارُد جو تہ تُت واتانو
رُگتس تہ جگہ کس سالس چھہ ونانہ
جگہ سالس انن تمتہ کیاہ پزانہ
کال میان چھُوم نہ اتھہ ایوانو
نارُدتہ گرہ گرہ فیر فیر ونانہ

رر کرت نارُد گو گت یہ مانو
دُبہ لون بیہ دُور گرہ دُن زہ آسانہ
کینیُ چھہ ویدنیُ پوُزانو
رر کینیُ چھہ برمان کینیُ چھہ وگنیانہ
کینیُ چھہ نیاک بدپت برونٹھ روزانہ
وارہ تانت وارہ لوُزہ ناوانو
رر وارہ یاہ پرسندپاٹ ٹاٹھہ چھس ونانہ
سندیُ لسندی ونہنیُ چھہ ژلانہ
نندہ گوپ تہ جسودا چھہ ہرشانو
رر وسدیو رازس کیہ نژاہ سوزانہ
مصلحت پرژہ نس چھہ ہنز گارانہ
لس روست کتھ آسہ شوبانو
رر سالرن چھہ ژوپار سالس ونانہ
مالہ ترٹ چھہ ہیمالہ پربت سمانہ
رازہ اگنیانہ سوُز موکلانو
رر راجہ کمسا سوُر جگ اوس کرانہ
رتس ریش چھس جگہ پٹ نمانہ
گوکل کن تہ آس گنز رانو
در رانٔس یاد آو کرشنون ارمانہ
جگہ برمہ بیہ ناتہ آسن مارانہ
گوُدہ چھیوہ تمن تہ کھوُن سوُزانو

گوکل بالک دیوتا چھو آسانہ
مایا چھہ آشچریہ سچ جوٹ ہاوانہ
اپزئی زندگی مرہ نس چھاوانہ ,,
ہاوان رُت نہ کرُت پراوانو
کالس کانچھا پریت چھونہ پاوانہ
مرہ نوی چھُوہ ریت ہیت چھُنہ تتہ آسانہ ,,
سالس گور انہ ناوانو
گژھت اکر برجی گوکل واتانہ
ژُرِ تہ باژہت رازہ سال چھوکرانہ ,,
رازہ ڈنڈ یژ کروٹ آسانو
گوکل منز ہوُن برور چھُنہ روزانہ
سالر تہ یم آس نُت تام سمانہ ,,
ویکو نٹھس دید ویدانو
ویکو نٹھ تتہ بتہ بھگوان آسانہ
میون ہیو مہاتزہ سو پنئ ڈیشانہ ,,
لیس آسہ منہ شری کرشنہ دیانو
کرشنہ جو نہ ہلدر ڈیشن ویٹھانہ
اکر بر جمنا بہ لوگ کرہ نس شرانہ ,,
بلبدر تہ کرشن یس چھو سنتانو
کمسن گن اوس واوہ پاٹ زانانہ

ژرت ویپرشہ دفت مانہ بھگوانو
ینھاوت چھنہ زانانو
انروچ کیاہ مایا چھہ وکھنیانہ ,,
گرہ یار توُل توُل کھون چھُسنہ لولانہ ,,
ہیتہ ہیتہ ییت کیاہ چھو ییوانو
اکر برس چھُوہ رازہ گوکل سوُزانہ ,,
تاکید دتہ ییت نہ تتہ آسہ روُزانہ ,,
سارنی گورن چھہ ونانو
غیر حاضرن ہند کیاہ چھو تقصیرانہ ,,
کھوژرت شُر باژہت سار لارانہ ,,
کرشنس سیت کت چھہ گژھانو
اجودھیا ییت پٹھہ رام جو گژانہ ,,
کم تہ کانٹ ہون برار تراوت ویمانہ ,,
نرگ اوسہ سُرگس آسانو
شوکھ دکھ زموک چھو کھ آسہ باسانہ
توہ کن کمسنہ کوُپہ کم خوژانہ ,,
گور شُر دتہ آسہ گندانو
وسدیو رازن سو یشر آسانہ
رازہ اگنیا یہ مارہ نس چھوک ایوانہ ,,
کوپس تہ یژ اوس خوژانو

بالکن کیاہ سنہ برونٹھہ بیہ کوہ زانہ
فکرن سو لگمت تہ تھارن پشانہ
چمنکار وارہ اچھیو اُوچھانہ
کرشنس منز زل زگہہ سالو
ست دیپ تہ ذٰہ دکھپال ہات جورانہ
فکرن سو لگمُت چھُوہ اچھہ وسراونہ
نون دنون بو بُدہ ہیون کوہ زالو
وندہ چیٔ شنکایہ دوٗر چھوس کرانہ
ماران نہ کہوٗن لسُمہ کینسہ مارانہ
اُوپکار سو بکھتن کرالو
کچھہ گُلِ زہ کتہ آس یُونتراژ پوشانہ
زوزرُن کچھس نزہ یوتراژ پیزانہ
شکارہ یوژِ ماشہ مارالو
کرشنس کن تنہ منہ دھیان دارانہ
پُشرِت پان تستہ پان چھس وندانہ
انتر یامی تہ زانالو
بھگوت مایا بہ کہوٗن چھُنہ زانانہ
لوٗٹہہ بس سُو بھگوان تنس زانہ ناوانہ
وسد یوس چھُنہ منگہ ناوالو
توہ کِن کمت مختصر کیاہ چھہ کرانہ

ژت وبہ شہ دفت ماہ بھگوانو
جمنا بہ منز ڈونگہ دیوانو
زلس منز سوریہ ماںڈ ڈیشانہ
تزہ کارن تہ بند رازہ لیس توتانہ
راکھس تہ ریت کمس سالو
وارہ ڈیوٹھن تہ ونوٗن چھُنہ جانہ
فلس تہ تیٔ مزہ گونس بہ آسانہ
اُوپکارک سو شری نارانو
سادشٹان سوی زگہ اُوپداوانہ
تمسندہ ناوہ بوہ سرہ ناوٗ ترانہ
توہ کی آسرہ چھوہ لسانو
کرشنہ جو بیٹھ پیٹھ تماشہ اُوچھانہ
اکہ برتو تہ لستہ پژیژ وڈھانہ
دلیشہ کالہ روُست لستہ زانانو
بکھتہ یاوہ یابہ سیت کیت فل منگانہ
کمسنہ مارہ نک سمشیٔ ژلانہ
پان پانہ کھوہنہ تہ پرزہ ناوانو
اسہ چھنہ وارہ تا کمسن ونانہ
بوہ کن خاندر تہ تنہ پژہ یرمانہ
شکھہ تہ ساوے چھہ توہ پیداوانو

تار چھنہ خاندرس نہ سالہ پرارانہ
کمس چھنہ ٹارِہ کھسانو
بیانک سُو کالہ ریپ چھوہ تس ہاوانہ
بھگوان بکھتن چھوہ یُس بیت پڑانہ
سنوکھ سوی کیاہ چھہ ڈیشانو
شامہ سُندرس ساس سریہ زن چمکان
کالہ گٹہ مارس سو یس اُوس ژھارانہ
کریشن کالہ ریلف چھالہ مارانو
تو پتہ ژھاگہ رٹت چھوس لمانہ
زاگہ روزت ژورگھرہ چھوس فیرانہ
گاسس یُوساری چھوہ دیانو
مارتہ کمس تہ نوٹرت یاندوانہ
سنتان سو بھگوان کونہ موکلہانہ
ہاگہ ہین زاہ تہ چھنہ لبانو
رازہ یاندینہ برہمہ لُوک اوس پراوانہ
موکہت گو بلہ بیت روزس سنتانہ
یوگ سادت نہ چھسنہ لبانو
نرواسن ویاس پڑاپیاس کرانہ
وردت پربہہ سُوئی چھاپا چھوہ مانانہ
منگمت ژی اُوس سنتانو
وسدیو دیوکی تنت رازہ یاندوانہ

متھرا بہ وآت اکریر گوروسانہ
کرشنہ جُویت نام نکھہ چھوس واتانہ
سورہ لس منہ یُس زہ آسانو
یُس دھیان ژرہ ابیاسہ آسہ وارانہ
پرت موکھہ بھگوان چھوہ بکھتن لُوٹھانہ
کمس توہ اچھہ زِہ انانو
بڈ بڈ راکھس گوڈہ چھوس مارانہ
مارن تہ مارن تہ مارن نہ رُوزانہ
بھگوان تس چھوہ پران کڈانو
کالس زورہ چھس نہ کونژاہ پوشانہ
مالس نہ نیالس کُس کیاہ منگانہ
وسدیو دیوکی چھوہ کڈانو
زمس بیت اُوپہ کارک سنتانہ
نہ سنتان بیتہ تیتہ موکلاوانہ
سنتانہ رُوست چھوس کڈانو
ویاس نہ شکھدیو لُوٹ اوس سنتانہ
اکریر پتہ چھوس دوشن ہاوانہ
شکھدیو س یڑ کانچھانو
پرمانندہ چھوی ژِرہ ارمان سنتانہ
سون تانہ نی دی کیاہ ژور سنتانہ
سنتانہ پوژ ہاژہ لگانو

| | | |
|---|---|---|
| ہاژہ سنتان ما آسہ ہی مارانہ | | ژٕرت ویبرشہ دفت مانہ بھگوانو |
| سنتانہ سندی خوتہ لوٗٹھ بھگوانہ | | ٹاٹھن چھہ ٹاٹ خوشس کرانو |
| اکہ ننددن وارہ تا چھوک نہ یوٗزانہ | ،، | یان پشراوہ تس بوٗپان پشراوانہ |
| تس یوٗس تس روست ژھارانو | | زگہ تانگ تناگ کرتہ الیشر توشانہ |

ژٕرت ویبرشہ دفت مانہ بھگوانو

## داون راج اوگرہ سین منتر اکو زفتن وسدیو رازہ و دیوکی ماتا وغیرہ بابت کتخدائی شری کرشنہ مہاراج ہمراہ رادا ماتا

| | | |
|---|---|---|
| اوگرہ سینس چھوٗہ راج حوالہ کرانہ | | وسدیو تہ دیوکی ہت نیرانوٗ |
| خاندر چھوٗہ تیار بر کہبان پرارانہ | | ژٕرت ویبرشہ دفت مانہ بھگوانو |
| کورو تہ پانڈو تام آس واتانہ | | وسدیوس پوٗشتہ کرانو |
| سالاہ میرہ مرہ لس بیہ چھس سمہ خانہ | ،، | زنس تہ مرہ لس باندو پلنہ آنہ |
| باندوانہ نشہ موکلا وانوٗ | | چھوکہ لد لوکہ ہندہ پرژھینی بلانہ |
| وسدیو رازہ درا اوٗبر دنیٹھ بر دنیٹھ پکانہ | | کونتی تہ گانداری سانوٗ |
| دیوہ کی دیوہ لوکہ دیوتا پوٗزانہ | ،، | گوکل تہ یندرابن آیہ سمانو |
| زگہ ہنزہ پوہر نہ ونہ وانو | | ڈنجہ روز پانہ جنج کونہ چھوک ونوانہ |
| برہمن تہ باٹھہ آیہ رازس توتانہ | | کرشنس تہ خاندر منگانو |
| بییوس منگہ تس تی اوس دیوانہ | ،، | جنج پوژہ بڈ بڈ گنج آس خرچانہ |
| لعل تختہ دنہ دِبار گنزرانو | | سالرن بنٕ بنٕ چھکانتہ پکانہ |
| ترہ کارن چھہ گوڈہ سالس واتانہ | | ساری رازہ رانیوٗ سانوٗ |
| دیوتا یندر رازہ سیت ہت واتانہ | | ژٕرت ویبرشہ دفت مانہ بھگوانو |

زگہ منزیم آس خاص و عام آسانہ
پزہ ہی پژہ لزہ ژہ تہ دامنس پانہ ،،
بیند رازہ وتہ لیوہ ناوالو
بسر یہ ژندرمہ ہت شمع چراغانہ
وزہ بیھنہ منزلس چھہ بابا الرانہ ،،
دُوشہ روست پانہ وآن پرژھالو
گوند لاگت مہارازہ اوس شوبانہ
گندہ پشیہ زن سانگراسس پوزانہ ،،
ستہ ریش تہ سوی تیز منگالو
ناردجی اوس ونت کرانہ
ستارہ داسرہ سوتی سالو

تُت آئی پژہ پژہ سالو
داوہ گوکہ پال دراوُلتھ ڈووہ ناوانہ
بلندت رنگہ رنگہ پوش وتھراوانہ ،،
اوزہ ملہ اتھہ کت تاپدالو
وسدیو نندہ گوپ دوشوی نیرانہ
پران غوصہ تراوت نوشادرانہ ،،
بکھت زن گوندہ لس روزالو
موکٹس آوس مختہ حُرمت پرزلانہ
ست زن تنہ منہ سُوی دھیان دارانہ
نیتہ نیمہ تس یوس ارژالو
ونہ چی وگنی بیہ ونہ ناوانہ ،،

## لیلائی ناردجی بسوئے شیام سندر

پو پیری ساری لوکو مُراری
اکھیاں گنیان کا کھولو لوگو
اور کچھ کرنا ہی تہ کر لیو زاری ،،
چندرمہ نیا ہی مندران کنکا
آج ہو رام روگہ دلشٹ اُدریاں
رادھا ماجی جانکی بہت پیاری ،،
رتھ پر لشکریاں لاکھوں لاکھ

مہارا جا موکٹہ داری
بجے بجے کرشنہ جو کا بولو لوگو
گل مالا پانا گوستبہ من کا
ہندر کریگا آگنیا کاری ،،
برہمان جان جنکا کے سمان
دار دینی جوگ ہیرا موتی راکھ
پرتھوی کو بچالو جیسا کہ پیاری ،،

ساتھیاں کو گھوڑا دینا رتھ ہاتھی
ہے تمکو شیشہ ناگ ویمان ساتھی
رر ماہی تہ کرلو گرڈا سواری
آج ناہی ویلا بن کھیلنہ کا
بچپہ گیان کو تا میلن کا
زجنج ہی گنج گڈنیکا واری
بنجا ہو بن میں تم نے موتی
دیکھا ناہی اپنی ویبوتی
آج اوس جمنکا تیاری
مہاراجہ موکٹہ داری
تریلوکی کا راج ماڑی پاس
پاوی جو کوئی آدمی داسونکا داس
رر تیاگی ویراگی راگی وہ ہاری
ہی کریشنہ تم ہونا تھوتکا ناتھ
پرمانندہ میں بہت انانند
جیتا وہ آج ہارا ہو واری

## مہاراجہ موکٹہ داری

# آنا شری کرشن کا شاہ بنکر در برجہ منڈل

پرمانند آنند جامہ پیرانہ
کامدیو اوس شامہ ورنانو
رمبہ وُن مہارازہ میوُن پانہ بھگوانہ
ژرت ویر شہ دفت ماہ بھگوانو
ارجن دیوپُت مہارازہ لاگانہ
تتہ رازہ پرزن شوبانو
رر بڈرازہ تتہ ییتہ مہارازہ بھگوانہ
یم یم سالر تہ خاندر نہ سامانہ
سمندر چھوہ سار رتنو سان لارانہ
آس تم صراف مہ ژھارانو
رر شوونہ شرونس چھوُ دنہ ہرت سوُزانہ
پانہ اوس جی پرشبس واہانہ
نارد جوُ موُرہ چھلہ کرانو
گندرپ لُو کھی سنطور وایانہ
برہما تہ ہمس خسانو
ویشن شوُ کرشنہ جوُ گرڈس پٹ پانہ

تیزس سریہ چندرمہ اُوس بیچهانہ
سُرگچه اژه رژه برونٹ برونٹ نژانہ ״
لکهہ وات تنُت بتہ برکهبانو
تریہ لوکی ہند لوک تتہ سمانہ
شیشہ ناگ ساسہ زبوہ فٹ لتس دیوانہ ״
نتہ کتہ لوک تتہ وپہ ہانوُ
باغس منز جهس باغس کرانہ
بوگی سو پانہ لوک تتہ کیاہ پزہ ہانہ ״
پوشن اُوچه لسنہ پوُشانو
اردہ پادیُس آسہ دھرتی میبسانہ
فتحہ برمت لرہ ہت پوشن چهاوانہ ״
امرتہ رسہ چهاوہ آنانو
پرالبد دارہ نتہ تازہ تازہ باگرانہ
ساعتہ تم کهنہ ڈآل درآمت کهوانہ ״
دوہ پتہ چهہ لوُک زیادہ سمانو
اگستس ہیو برہمن چهہ آسانہ
کهیت چیت ترفت گیہ ہت اپوُشانہ ״
ژلتور وید آسس پرانو
دکهہ پرزایت ژراوُس مندہ چهانہ
پیت برونٹھ خاندر توت جهوسنہ لوزانہ

بند رازہ داسہ باوہ آسانو
پناکهی تہ آکاشہ لکهہ آسس کرانہ
برونٹھ دراک تورک لوُک سار توتانہ ״
تتہ بوتہ رات آسس تہ ژالو
آکاشہ لوکک ہت آبہ وبمانہ
کت چهایہ خاندر تہ دہارازہ بهگوانہ ״
دودہ کهیرہ کهنڈہ ندہ پکانو
نندن ون آسس اندہت اُوچهانہ
رنگہ رنگہ تم رنگ چهہ سرگس ارمانہ ״
سو آدین لتہ پان وتهرالو
اگنہ دیوتا اُوس ونجن رنانہ
کہنہ وال ژرہ پژرہ پرستد ژرہ پانہ ״
کرمہ لوُن پرُون لوُنہ ناوالو
داراه دوُدہ بیہ بیہ تتہ برانہ
برکهبانس تہ لوکن تہ تئی ژمانہ ״
ساسہ بد سُدرس چیوالو
لگنس ژربیٹ بڈ بڈ پردانہ
دیاسس ہیو دہس ساس ساس آسانہ ״
اکہ دوہ ہتت کرت تہ کتہ دالو
ژت دیمرشہ دفتہ مانہ بهگوالو

وڈوانل اگنہ کونڈاوس سندرانہ
ژندن کاٹھہ آٹ درتھی گژھانہ
ژندرہ منڈلس اوس ترژرواتانہ
پرتھوی درشنہ شوبہ فل بوانہ ،،
تت اگنس یت چھ ہومانو
اگنس پژکھت ہڈاکور گژھانہ
نوہ پتہ ارجن چھوس بلہ راوانہ ،،
ابیاس پردن چھوک نہ مشانو
ابیاس کرتہ کرت لول گیا چھ رچھانہ
وامن استن تہ پانی بلانہ
شنکھا سورہ سئی گالانو
وامن چھوہ برہمن تہ بلہ دان نیرمانہ
برکھیا بلہ دان وامن سو بھگوانہ ،،
تنہ ہمنہ لوک تس لوزانو
گندرب لوکک تنہ اوسہ آس ایوانہ
مندرسو یندرہ لوک یندرازہ بھگوانہ ،،
رادھا بہ جان پان وندانو
تارا منڈلن مختہ پروانانہ
مول چھا مخلتس مول کرہ کنٹھہ دانہ ،،
مندہ چھان زنتہ تن نادانو

انبرن چھ عنبیر تھاوانو
ژرت وبرشہ دفت ماتہ بھگوانہ
شمش کلہ شین ویگاوانو
کرشن تہ رادکا پردکھنہ فیرانہ ،،
سوگندہ ساس ساس ہیمالہ فوانہ
ویدہ وانن زہ اوس فیرانو
اتھہ واس دوشوی زنن تہ رس کھیلانہ ،،
سنیاس سوتارد تہ وینا وایانہ
نیالس تہ بامن چھوہ نیرانو
پیچھہ زن شنکھ اوس یڈہ شیدہ نیرانہ
شنکھا منہ منز کھنتہ تھوزنہ یانہ
کیت تہ بھون پچھہ دان دیوانو
وانی بھوانی آس وننہ نادانہ ،،
لوز لوز لوزانہ دوشہ روست روزانہ
سندرہ تہ اژہ رژہ نشرانو
پرمانند نتہ ویکونٹھہ وندانہ ،،
ونہ نیچ شردھا کن دآرت لوزانہ
چھکہ نس یژ آس مندہ چھانو
ییٔ آسہ یومہ رنہ خاصہ وننہ نادانہ ،،
رومہ رومہ رومہ ہرشہ گمہ شہلادانو

# لیلائی گوپیاں بسوے رادھا ماتا جی

رادآی رادکای شری کرشنہ داری
دیوی تہ دیوتا سمت آئی ساری
سنتوشٹ روز اسہ کہما کاری
سالس آمہت رازہ ژد پاری
دیماں پیرہ نی ژہ رازہ کوماری
کرشنہ جو بہارازہ گرڈہ سواری
اُڈہ کجہ کتھہ میانہ بوز دن ہاری
کھن چانتہِ کن دارِ داری
رتھن زہ سدرہ ہنزہ کم خاری
مُرلی شبدہ زندہ گژھن ساری
بوتہ راژ لوتہ ہن پاین باری
پرمانند چھنتہِ یژہ پرار پراری

یادن لگوئے پارِ پارسیئے
نمت چھی ونان زاری سیئے
یادن لگوئے پارِ پارسیئے
گرہستِ تہ رتھہ سواری سیئے
یادن لگوئے پارِ پاری سیئے
طوط زن چھہ سبزآکاری سیئے
یادن لگوی پارِ پاری سیئے
اَتھن ژہ مینزہ رنگ لاری سیئے
یادن لگوئ پارِ پاری سیئے
وائی ہی کرشنہ مُوراری سیئے
یادن لگوئے پارِ پاری سیئے
کرہ ہن پارم پاری سیئے

رادھا کرشنی بوزہ پرت داری
یادن لگوئے پارِ پاری سیئے

# لیلا

نندہ لالہ ورنی رادا سُندری
زاو دیوکی نشہ متھرایہ نگری

آدِ گوکل نندہ گورِنہ گرے
دسراوت برتہ راچھہ مثرہ نندری

وسدیو راڑہ مت جمنا پہ تری ‖ گورن تہ دودہ پاتن زدہ کرے
کورن تہ مرلی شبدہ ھرڑے ‖ سیت باجن دودہ تھنہ بڈ برے
چھاوان دنہ منز باغ ہی تھرے ‖ ادران ہی تی تی ونھرے
راس کھیلان ساس دن تہ رات بری ‖ موہ مایا تریلوک دلری
دوہ اکہ چوھٹ ۶۴ دید ایری ‖ زانہ لس یہ آشچر سوئی تارہ تری
راکھس تہ تل پاتالن پوشری ‖ کمسا سر تہ ویرہ پنھی سرے
ست ویرہ رو دیرست تہ تہ موکھت کرے ‖ تنہ منہ کھتہ کھنہ یلہ دھیان سوری
بالہ گوپالہ منز لس الرے ‖ پرمانند سو ونده حی لہری

آؤ گوکل نندہ گورنہ گری

سمپورنہ پاٹھ ٹاٹھس ونہ وانہ ‖ برہمن تہ سامہ وید گیوانو
شامہ سندرس تہ کرشنہ گندرس پوزانہ ‖ ژت ویمرشہ دفتہ مان بھگوانو

# لیلا ہندی

پرکھہ بان ناردجی کو پوچھنہ آیوے ‖ جگ میں کرشن کس کارن آیوے
نہج آپنی کچھ ناہی جانتا ‖ اپنے آپ کو دیکھنہ آیوے
ژت آباس کا پادا ہوکے ‖ کریشن آپ ہی آپ رادہا ہوکے
تت ست سروپہ سمادا ہوکے ‖ فرگئی مایا موہن آیوے
پرمانند وشئی آنند ہوکے ‖ مست رہے ہنس ہنسکے روکے
دھیان دھرگئی گنیانہ آپسنہ دہوکے ‖ آپ الیف آپ لیبن آیوے

وسدیو دیوہ کی اور جسودانندہ گوپ
بہورا کہونکو کرودھ کرے گوپ
کوروہ پانڈونکو گورہ ششن مارے
آپ نے کوئی جیتی کوئی ہارے
نا کچھ پایا ناہی پاونہ آیو رے
کیا گوکلہ ہستدرا بنہ آیو رے
گوپیاں کو سکھیاں کو لیکے کیڑی
بہوہ رنگہ مایا کو سی کے کیڑی
پرمانندہ پرمہ آنندہ ہوکے
نت موکھت ہے ہوکے نت بندہ ہوکے

جمنی کے برم سے دیکھاوے روف
ناکوئی مارا نا مارنہ آیو رے "
پیلکم کو ارجن دی ہت مارے
وہ آپ دریودھن آپ ارجن آیو رے "
ناکچھ کھانا ناہی کھاونہ آیو رے
مایا کو یون ولساونہ آیو رے "
بہوہ ریپہ درشن دیکے کیڑی
آکھ سکھی کون سرو پنہ آیو رے "
انادہ وادہ یوگر نادہ بندہ ہوکے
جگ میں کریشن اوس کارن آیو رے

جگ میں کریشن کس کارنہ آیو رے

# لیلا سپنا ماتا بسوئے شامہ سندر

جی کرشنہ جی کرشنہ رادھا کرشنہ جے
جہ جر یادہ کی مختنہ تہ لال
دیوگ لیو کہنی چترہ لیکھائے "
ریشن چہہ یم تف زف ساداں
کامہ دیوہ کہرنی یرشہ پاہو
پان مارہ ہائے جانہ لولرے

نترن منتر جائے کرمی تربہ
موکٹس پیری مثن مال
گریشن چہہ رودمت چون ارمان "
ڈلشن چہت گرہ گرہ گرے
شامہ سندرہ لول آیا ہو
نترن منتر جائے کرمی تربہ

روشہ کھی ہکزت منہ تاوت
نیای انزراو پانہ پایس پہ ،،
دِیُ بتہ لدٔمی سُونہ تھالس
پوٗترٕو کرِ زم ژہ پوترِی کار
پتروٗن سگ الگ ساروی ژے ،،
دیون تہ رکھین بیہ پترن
شنکھایہ منہ چی یہ وتان آس
سوٗرہ فیر تہ یژ لجہ ہرشنی ،،
مش مش تستہ تم پوٗش لاگے

متہ لوٗت پری توٗت دنہ تاوت
کہما کرت مہ آہم سالس
دانا چھوک تہ اکھ دانا ژھہ ،،
ویدیدٔ ونہ نی ژہ نرآکار
نریلوکی چھوک چھئے پترن
زانک ژہ ساریٔ زانہ نی نہ ژِہ ،،
سرٕنت منہ تس دوٗیدا کاس
پرمانندہ مُہندہ ویرا گے
پژ کر ژہ بھگوان تستہ دری ،،

# لیلا بسوٗے سری کرشن

سینتا کرہ نس چھ ڈالہ
کتھہ کرتم شری کو پالہ

آلون چھس نرہ پالن
آلون چھس نرہ پالن

اتھہ ہت کت مختہ ژالہ
کرشتہ جوٗ اُنت مہ سالہ
اُدنہ چھوم معصوم خیالہ
دِل ڈلوم اوکھ کہہ سنبالہ
پریمہ بر بہ چھم مہ پیالہ
یدٔ وندس روزس ملالہ
ژالہ اشنیہ چھم کیاہ بوٗژالہ

دتہ دتہ آیس چھکان
نندرہ ویزہ ویزہ اوزہ اوٗسن
کوٗنہ آسم کن دیوان
مُل کرُدن چھوٗہ لول چون
چھم نہ اکھ دانا چھوان
مالہ سان اوہ زالہ پان
شرم کر چھم یچہ لیکان

ہی وتھرہ کرہ پوشن مالہ ،،
نالہ رٹن بال بالہ ،،
آسہ کیاہ مسانی کیالہ ،،
یدٔ کروی اسہ ڈیلہ ڈالہ ،،
کامہ دیو دپیہ پامہ پالہ ،،
داغ نتہ ترادم مہ لالہ ،،
مشر پتھر پیہ مشتہ دالہ ،،

پرمانندہ اُچھتہ حالہ　　پریمہ سیبتن من ڈالان　　تھر مرچھم کلین تہ کالہ
آلون چھس ترہ پان

# داستان

بھگوان ناردس کُن اُوس ونانہ
شنکا یہ منہ تس کونہ چھوک کاسانہ
مِترَت تہ شتروت کھتہ چھومنہ خسانہ
ویز پوروک یدُ گیاہ چھمنہ زاتانہ ،،
زلس منتر مَل چھوہ نہ آسانو
یژکرتہ سوُبادِ بن چھوہ ننانہ
یانہ کے رنگہ زل پتو چھوہ نیرانہ ،،
پرکرت درِس چھوہ تھاوانو
می سُدرس ولیشہ موہ تریشہ شہلانہ
ترفت گیمت چھمنہ مایایہ گیلانہ ،،
پوشن زِہ رنگ چھا پوشانو
لُس نہ زادِ کنسہ تہ کھوُنتہ چھستہ زیوانہ
زانہ لُس ساری زالس کونچھانہ ،،
بندہ بندہ یان موکلاوانو
ناردجُو اوُس سنیتا یہ وکھنانہ
یوہ ڈجہ مترہ اوُس درشٹانت ہاوانہ

سنیتا چھ ویبتا یرہ آوانو
ژِرت ویمرشہ دفتہ مان بھگوانو
لُوک یآن یانی چھہ زانانو
یَس ثرھ ثرھ چھہ تہ تُس تت چھو باساتہ
کھتہ ہت تہ کھتہ کھت تِرتھس تاوانہ ،،
وید چھوی اکوُی شید وننانو
ویدہ موکھ یو آدی اوشاسہ دارانہ
سوکت تہ بجتن یوزاہ چھوسنہ خٹانہ ،،
گیانہ امرت چیت روزانو
یان مشراوت تیمی یوشراوانہ
پوش تراوت چھوہ یَس تَس تُپہ پوانہ ،،
زیوان آن تَس چھہ توتانو
پرمانند ماچھوہ اَندہ کنہِ روُزانہ
اَند روزنہ سیبت انز منتر روزانہ ،،
یوہ لوُزنہ ظلُ چھہ ژلانو
ژِرت ویمرشہ دفتہ مان بھگوانو

شیتہ دیبہ جگت ایش اوسوس لوڈیشانہ
برہماتہ اوُپداوان یو زوُس ونانہ
زن آسو ٹوٹھہ میوُن سنتانو
پترس زن اوُسوم ئی للہ ناوانہ
شرکرہ وُن یژمہ بب زن پرمانہ
زانہ کیاہ سوژتہ مہ تہ سنتانو
مایا میان چھنہ مُی روُست روزانہ
زانہ ہی نہ کھونتہ سوُ تہ کیاہ اوُس پرمانہ
ڈیوٹھم مہ تتہ تف کرانو
پرژمک زہ زف تف کس چھوہ کرانہ
اوُنہم یژہ یژہ کھوں چھا پریژانہ
توہ کن یہ کت چھُی ژہ یاوانو
پانی چھوُہ پانس پوزن تہ ارژانہ
اسہ کرتہ زگر منتر آسس کرانہ
منتھر شتھرہ باد چھوسنہ خسانو
بھگوت مایا یہ کھون چھا زانانہ
مان اومانہ روُست ژہ تہ مان یوُ تہ مانہ
می ژہ پرژ کیاہ چھوُہ پیوانو
شری بھگوانس پریمہ پان ونداںہ
پنئوی سنکلف تہ ونہ نوُی نہ زانانہ
دید چھُنہ[۳] دلشہ کال کھارانو

اوُسوُم مہ اوُپہ دلشس کرانو
رد سوُئی برہما تایہ کملئے تہ تیرانہ
توہ پتہ اوتارس سوُئی ایوانہ
ژھلہ سبیت اوُسوم نہ زاتانو
〃 تاردہ ۱۵ سہن ژہ تہ بب مانانہ
مُی زاوُ لوُی زرسس تہ چھوُنہ زانانہ
پایا تمکوی تہ لوُئے زانوُ
〃 توہ پتہ چھوس یوُ بدر اشرم واتانہ
نرہ نارائن ژہ: اوتار دارانہ
کس پترس پیتہ راوانو
〃 ان لوٹ سوُن بخت پردن چھوک آسانہ
پترن ہُند پتر چھہ آسہ ون آسانہ
کرمہ مریادہ پوژہ یہ پالانو
〃 ناردچو سنپتائی پوزہ ناوانہ
〃 پتامہ پترہ روُست ژہ کترس مانانہ
تس تُت چھوہ پُس یُت چھوُہ مانانہ
〃 یژہ یژہ گژ وتھم سشر مہ کرانہ
〃 ژہ ژہ وزہ وزہ کیا آسہم ڈیتانہ
یانہ روُست مہ پنئوی زانانو
〃 بھوی کرشنہ جوُ زگت ایش آسانہ
ساودان روز نزہ پرانہ گراوہ سوُرانہ

کرشنی چھوہ ولشنہ مابابہ سیت رنبانہ
انبہ پچ گٹہ چھی تنبرن کاسانہ ،،
زلو آنہ آنہ لس چھہ زپانو
سنپتا تہ پوزت چھہ سنپتا پراوانہ
سنپتا تیوت کیاہ چھہ راومت لبانہ ،،
کرنے نہ دیمے چھوہ روزانو
پوہرتہ یمہ توت پٹ آسہ ییوانہ
گل پھل تراوت تہ گل تہ فل فولانہ ،،
نرہ یان کرشنس آلہ وانو

پان پانس تنبہ لاوانو
لسنہ زاو کینسہ کونہہ چھو سنہ زیوانہ ،،
زانہ سوی ساروی تہ زانہ تس کو نژانہ ،،
سنپتا زانت سو بھگوانو
پرمانند اوس پریمی پراوانہ
رژہ کھیت پوپو تہ رت فل پوانہ ،،
تمہ تہ میننزہ گل چھہ تھورانو
سمت ساری پی چھہ دنہ ناوانہ
کرشنی یادن تہ دنہ دیار چھکانہ

ژت ویبرشہ دفتہ مان بھگوانو

# لیلا منجانب قبیلہ برکھبان جی

آرس منز اژاوے
لاگوس پوشں پوزے
اوپرس کس پژاوے ،،
شھلاک ھنز ھنے
ھت ہس پادشیری
شیر کیاہ چھم کچھوے ،،
چھہ لادن مختہ ہارن
پانپوریت شمعس پٹ

وگتی زن نژادے
کرشنہ جوندرہ اوزے
لاچھس تنہ تنے ،،
کمو پرمو ھژاوے ،،
کرشن نرہ بسرہ فیری
ہرشہ کتہ مختہ ہاران
طول طول سون رژاوے ،،
نژن کیاہ چھوہ کرن گت

| | | |
|---|---|---|
| متس پت کرمتا دی | | ویگنی زن نشرا دئے |
| یڑھان نو رندہ گئی | | لجہ مژہ بندہ گئے |
| لبک یران موہ مژا وے | ر | ولس منز نہ واری |
| شرن تمہ کریشنہ ساری | | کنو تا پلو نشرا وئے |
| وبر پد کیاہ چھوئی ونن کروٹ | | سوپر ماند کم ڈیوٹ |
| اوچھت اُونموت یشرا وے | | ویگنی زن نشرا وے |

# لیلائی گوپیاں در توصیف سری کرشن

برجہ موہن موہنہ آیو رے چھل مایا پایو رے

باونا سے انوگرہ داری سُوکھ سُندر موکھ دا رے

بھکتہ وتسلہ بھکتن کو دھیان اپنی درایو رے مذکورہ

دیکھنی شری کرشن کا درشنہ کیسا امرتہ درشن

بہوہ رانی پانی لی سرگا گرہ یو لایو رے ۔

مدہ یرہمہ پی پی کے اونمد گینگٹہ سے گٹہ وی ند

پانی پانی نایو رے گھر موڑ کوئی نایو رے مذکورہ

بالکہ اور کُولر کوری گل پریموں کے پاد جھرے

مرت مائی ڈھونڈہ لی ستانگہ موکھ چھپایو رے

دیو گندرت لیکی برہما پُوجا کرتے کو پوجا

نیتہ شکقہ سری بھگوت کا بیدہ بیدہ سنوایو رے مذکورہ

مندرہ کنزون کی لیکی کتی دیوہ لُوکہ کا کنیاں سنے

شری کرشن کا گُن کیرتن چھن چھن چھنکایو رے

ناگرہ کو پی ناگھرہ دیکھ گاگرہ میں ساگر دیکھ
گزرا کو گزرا پتی بہ تماشا دیکھا یو رے    مذکورہ
پھول پھولا یو مڈی ویکاس پرکاش کا مہا آکاش
واسہ بدی اپلاشہ پرتھی وہ بچیاں دیچیا یو رے
پرمانندہ سو بیٹھا آنند پریمہ دایو رے
برجہ موہنہ آیو رے۔ پھل مایا پایو رے

# داستان

اگنہ موکھ ہوٗمہ سیت سارترفت گژانہ    اگنہ دیوہ تا شانت روزا نوٗ
ساری مگن تہ کرنہ کرتانت آسانہ    ژرت وبمرشہ دقت مان بھگوانو
ترہ کارہ نن چھوہ گوڈہ ویدا کرانہ    توہ پتہ منٗین پر موٗ نرالوٗ
ریشن منٗیں پتہ پتہ وید وکھتا نہ    برہمنن تہ دکھتا انتہ روٗست دیوانہ
بوزن ہرت تہ کہت گژھا تو    ترفت دیوی تہ دیوتا سنتوشٹانہ
رازن تہ دَہ دِیار آبرن دیوانہ    آیہ کیاہ پایہ پایہ باگرا نوٗ
پتہ نوٗ پتہ نوٗ یاگو چھہ لبانہ    پرمانند اچھ زہ فرفرا دُچھانہ
منہ سادوان بکہت کرانو    رادھا ماتا یہ بیہ تیٔ منگانہ
ترفت گوٗمت سوشوبہ درشن ڈیشانہ    لوٗب کھیوب تراوت ویلانو
پتہ نوئی سنکلف منگہ نگٗ موچھانہ    نندہ گوپس تہ واسدیوس چھہ گوندانہ
سنپنتا زارہ پارہ کرانو    رادھا یہ دٗیس تہ تمنئ پشرانہ
برکھیان پادن چھوہ سارنی پیوانہ    لُت گوب مہ آستوم بخشانو
سالرتہ سارِ تس رخصت ہیوانہ    ژرت ومرشہ دفنہ مان بھگوانو

توہ پتہ بندرابن آس سکھرانہ
رِتھِن رِتھن لدہ اُونٹن للانہ ،،
بارِ یارِ یارِ گرند چھہ آسانو
بڈہ عیشہ ژرہ لشہ وتہ آس پکانہ
سُوکھ سانِ رتہ موکھ متھرائی واتانہ ،،
یوش تس یوزہ آس لاگانو
ڈیش ڈیش کرشنس چھہ دیوکی ہرشانہ
باندوانہ زاباس از چھس ڈیشانہ ،،
زِنہ یچی شنکھہ منہ باسانو
لبہ یوس زُوست لاب چھوس واتانہ
سہلاب ہرشوک چھوہ منہ ندِہ فیرانہ ،،
رادھا سہت کت آسانو!
رادھا چھہ دیوہ کی یادن ہیوانہ
نندہ گوپ تہ وسدیو پرون منشراوانہ ،،
لیمتسہ ہنزہ کنہہ گراوُ رُو زانو
دُوبہ رُوست دُبہ لس چھہ نجلکہ ہیوانہ
گنہ گاش آمت زِہ توُٹھوک بھگوانہ ،،
گارہ سی یانہ شری نارانو
نگریس اُدگرہ سین راج اوس کرانہ
راج تس کرشنہ جو تہ پرون زینانہ ،،
راج ہت سُو تمنئی بخشانو

سارنی چھہ باج داج ہیوانو
سُوتہ رُوپہ گہنہ کوٹ کس اوس تولانہ ،،
آبرن انبرن زیور چھس میٖنانہ ،،
وتہ وتہ لُوک آس دتہ والو
دیوہ کیہ پوشتس لوک آس یوانہ ،،
پوشتس کرشن اُوپکارک سنتانہ ،،
ڈیوٹھمت تہ دیشت تہ ویٹھانو
یُس نہ زاہ مُوکھ تس چھہ درشن اوچھانہ ،،
بوت لبون چھوہ درلب تہ لوکن ارمانہ
گلاب باغ باغ چھوہ پھولانو
از زام کرشنہ جُو چھو دیوکی فسانہ ،،
راجہ تاجہ سان ماجہ کونشراہ زیوانہ ،،
چھس جسودا مالہ پیرانو
وکرِ سنہ لگ تُو سمن کراوُ کرانہ ،،
سارنی سوبھگوان پننوی آسانہ ،،
بب مُوج سب سی موج مارانو
پرمانند سُوی سُو درشن چھوہ ژہارانہ ،،
زنمہ زنمہ سُوغل سو بکہت اوس کرانہ ،،
وسدیو بڈہ جشہ آسانو
بڈ بڈ رازہ آس کرشنس نمانہ ،،
واریاہ وبر بڈِہ یدہ سیت گلانہ ،،

واریاہ رانیہ نوہ توہ یژہ ہانہ
یوگہ مایابہ یوگنی یوگ یوگانہ 〃
ترِیہ لوکہ کوئی رازہ آسانو
وِیشہ کرم منگہ نادِن تہ کرم ہاوانہ
یان دُوین تانِ سیٖن زن سوڈیشانہ 〃
رانیو تہ پیٹھ رانیو سانو
ماتا رُکمنی زِٹ رانی آسانہ
پرنام تہ ماا ... نتہ آس کرانہ 〃
دارہ کاناتھ تہِ رانیو سانو
رادکا تہ بندراینہ پیٹ نیرانہ
یژہ کال اکس ڈیشانتہ تونشانہ 〃
بُوزن خصت کہنا تہ بوزانو
سانِہ دان منہ سان ڈیرہ ڈگہ تولانہ
یانہ وان آمت تہ پانوان گژانہ 〃
ڈیش ڈیش سرہیہ چھوس وگلانو!
زانت رانیہ اسی سیت چھوہ پکانہ
پینہ نس پتہ نس دارس چھہ واتانہ 〃
بھگوان پرت گرہ رُوزانو
دارِہ یاہ کال یُت حال اوس بنانہ
قولہ سرہ کینسہ نہ دولہ اوس اوچھانہ 〃
سارنی پالہ سُوی مہژہ سانو

گندریہ لگنو سُو ورانو
منھرابہ یژہ دیوہ ہار چھوتہ وچھانہ 〃
رنگہ رنگہ بختن ولوتی ہاوانہ
دارہ کایہ وارہ لدہ ناوانو 〃
راداتت تہ پانہ دارکایہ روزانہ
پوشہ وارِہ منز زن سُو پوشنول، توشانہ 〃
رانیو سو رازہ دِ ... شوبانو
دوہ اکہ کور کہترِ ... گژانہ 〃
شردایہ دھیانہ دھرمہ پوژہ ... واتانہ 〃
کہتر چھہ ... یاترایہ و ... تانو
شرادہ ہومہ دہرمہ دانہ لوک بلہ موکلانہ 〃
روزنہ کہون ما آمت چھوہ آسانہ 〃
بادہ نایہ فل انھ ہیو: نو
بھگوان رادکایہ یژہ کال ڈیشانہ 〃
تس سیت سیت بندرابن ۰ اتانہ 〃
برج ین ساری چھہ نھکانو
واتت دارکایہ کہون تہِ نہ زاتانہ 〃
نارُد تہ آک بیہ سرہ اوس کرانہ 〃
لولہ سیت مایہ سیت اولہ سانو
ترفت آسہ ساری تہ گاری بھگوانہ 〃
موژِہ کیاہ موژہ تریت آسہ موژانہ

پرمانند تتہ برتل ڈُولانہ
گژہ لیُس لیس تس کوُچھہ دیت لوُٹ پانہ

پرتیچھ بآز تس تہ تارانوُ
ٹاچھرہ رُکمن منہ آس ہرشانہ

دینہ بادہ نایہ تس دوُرہ ترا وانہ
بھگوان یژہ اُوس تھکانو

جمنایہ منز سکھ اک اکس چھکانہ
دن منترہ تہ تن نتہ نیم نژانہ

ونواس یوگہ ابیاس منشرانو
کتہ رادا تہ تمہ گور گوُرہ نژانہ

دیاسس تہ ناردن ہیو منژراوانہ
اَسِ چھنہ زاہ راسس ڈیشانو

نتہ گورِ کورین نہ شوُرنی چھوہ پنزانہ
پران کتھ چھہ ہیون ہیوی سمکھانہ

تمہ چھنہ دوُدہ ژوُر زانانوُ
دارہ پاہ یژہ پامہ چھس دیوانہ

بیہ بیہ دُن تہ رُکمن اوُس ونانہ
انوگرہ موُکھ منہ ناوانو

واسدیو موُکھ اوس کرشنہ جوُ دارانہ
یوگہ نندرایہ سُونہ شیشہ ناگ توشانہ

لچھہ گومُت بچھہ رُوزانو
رُکمنی سیت نت چوُپٹہ کھیلانہ

اُوسوم تہ آسم نہ کھوُن ژہ ہیو پرمانہ
سکھہ اہم تایہ دارانو

دوہ اکہ رُکمن یاد آس ملانہ
یوُتہ رادِکا پانہ وآن آس گتہ لانہ

دن رات زاہ تہ نزہ تھکانو
آس اس گور گورہ ہتترِ اس کھیلانہ

اسِ ڈیش ڈیش دیشہ کال آسو گلانہ
کھاسن زہ آسن گندانو

بوُزت رُکمن فیرت چھہ ونانہ
بھگوانہ اوُن کوُنہ کیا زہ چھوُکھ کھیلانہ

رازہ کمارِ چھوہ نہ شوبھانو
رازہ کورن تہ گورن چھوہ نہ سمانہ

ژوُرن چھوہ بوُزمت چندہ ژور میلانہ
شامہ سندرس تہ منہ پرمانو

توشان بھگوان رُکمنہ چھوہ روشانہ
شونگمُت سوُ بھگوان یاد چھس ملانہ

رُکھمن چھہ داسہ یادہ آسانو
تام وآژ شیچھ رادکا چھہ یور ایوانہ

شادِ پوٗژہ بھگوان چھوہ ریوانو
تاٹھس لوٗٹ یلہ ژٔتس پیوانہ
ژوٗرہ ژوٗرہ پرت دارِہ برہ آس نیرانہ ،،
گرہستہ باوٗ چھوٗی خسانو
ژٔن زہ پیار یژہ پژ کیا پرانہ
یژہ سُند مہما چھوہ وید یژ ونانہ ،،
ازلس مازہ رت یچھہ پرانو
یژہ پاٹ یم یژہ زِہ آسن یالانہ
یژہ کِن سوٗ لوٗژ یژ سوٗفل پراوہ ناوانہ
کولہ مولہ یُدونی سوٗنیوٗژ آسہ آسانہ
خانہ دار دین روٗزہ لس تی پرانہ ،،
ولِ ولِ سوٗ دِلہ یوٗزہ ناوانو
کرشنہ آگنیا یہ سوسا وِرت نیرانہ
رادھا یہ ریوان ایوان چھہ ڈیشانہ ،،
اوٗسُس پریمہ پیالہ پرانو
ڈیشت رُکمن چھہ فکرن لگانہ
واوٗزن بو اگنایہ دراشراوٗ خانہ ،،
موٗن زٔن چترہ کارن چھہ اوٗچھانو
رادکا توروٗی تام چھس پریژانہ
مرژھا یہ ہیند برم آسس کاسانہ

دادہ رُکھمن چھہ پادہ کملن پیوانہ ،،
آدہ کتہ دوٗرر اوٗسس روٗزانو
بھگوان رُکھمن کُن اوٗسس ونانہ
رادکایہ یژہ مایہ برُونٹھہ اوٗسس نیرانہ ،،
گژھہن زہ پرسن تہ سادِ دانو
رادا چھہ گور گوٗرتہ رازہ دار واتانہ
دوٗدی اوت گور گوٗرہ چھوٗی روٗژانہ ،،
بیہ یوٗس پوٗژ ڈوٹھہ آسانو
ژِت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوانو
اوٗزہ دارہ پوٗژ آسہ اژانو
تمہ کتھہ بادہ لس یمہ برُونٹھ ونانہ
پریمہ چھوس ابمانہ نشہ موکلاوانہ ،،
باوِت یہ گوس تی چھوٗ سوٗزانو
تہس پٹ ہت ایوان بھگوان پانیانہ
منتہس پوٗرنہ ژندرمہ پوٗرہ پرزلانہ ،،
برُونٹھہ کُن کتھہ اوت بھگوانو
مندہ چھہ چھنہ کینہ ونت ہکانو
پرژھس کت کیاہ شاہ چھوسنہ فورانہ ،،
وارہ چھکہ ماتا شوکھ سانو
ژِت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو

بھگوان ہٕت کیاہ آیسی بو پآنہٕ پانہ
دُوہ تارہ بوزِہ جان ژٕیؠ چھِہس پشرانہ
اوُن آسہ میانہٕ گرِہ نیرانو
ہرِدِیس یادہٕت بو آسس ملانہ
گرِہستہ باوٕ چھُوئ شاستر خارانہ
تان بھگوان چھُوس اسانو
چھِصہٕ کاہنہٕ جایائی روست آسانہ
سارہ نٕی ہندہ گرہ ... نٕی ہندہ شانہ
تلہ پراوہ گنیان بڈِہ ویگنیانو
رازہ دارن منز رازہ چھُوس آسانہ
یُس یِت مہ مانہٕ تہ چھُوس بو زانانہ
گوٗر کورہ دُود چھُوس پریانو
کتہ کتہ کتِ گژِہ بکار ایوانہ
مایا چھا دیوہ آسک موکلانہ
سُودا مس زن سُو بھگوانو
یِت باوٕ یژہ شُند بھگوان ونانہ
یان وآن بنہ بنہ نبرنہ زانانہ
رادھا بہ پریمہ پانہ چاوانو
دُود کارِ کآرتس پانہ چاوانہ
سدرم ژٕرت ڈنجہ اوُسس نہ رُوزانہ

گوٗر کھِشترہ یِٹہ میانہ رُوزانو
رِکھمنہ چھہنہ منہ کنہہ تہ پژہ ایوانہ
سادہ زان نس رادکا چھہم مژرانہ
رادکا یہ پرونٹھ نیر سُو ونانو
ونون رادکا یہ ہنُد چھُوسنہ ویژانہ
دُورہ لڈہ نہ کُس چھُوہ می روست آسہ اسانہ
زانِن یِنون چھُوہ نہ آسانو
...ژِہ پژہ مہ یلہ کونہہ آ... یانانہ
مشراوت زانژ گوٗترک زہ اومانہ
گوٗرِن نِشہ گوٗر آسانو
رادا چھہ دورہ آمژ تہ پژہ تھکانہ
پژہ بایہ کونہ چھُہک ڈیرہ کرہ ناوانہ
مایا یہ انرت چھا زہ آسانو
بوزِت رُکھمن گرِہ یہ چھُہس نیوانہ
رگہ یان وُندنستہ ٹاچھہ کتہ پریژہانہ
تُوہ سانہ گُن آسس یا لانو
فِیا آرت تہ قارت دُودشہلا وانہ
تورُن تہ تُرت تُرت آسس ژٕیبانہ
تیو تھہ یِتھہ زہ بھگوان دیانو
بھگوان رادائی سیت کیاہ ڈیچھانہ

شونگمُت سُونتُت کُت واتانو
تی سره کره لُس منہ آس یژ ہانہ
ٹُت ٹُت واثر بتہ بھگوان ساویانہ
اتھن زِہ یاد چھس للہ والو
لُوہُت ہموش اتھہ یام لاگانہ
نختہ قل زن تتہ فوٹ آسہ خسانہ //
پرژِہ نتہ پرژہ چھہنہ پریشانو
انتریامی سُو بھگوان زانانہ
پرسن نہ ارژان کتھہ چھوس کرانہ //
یژ آس خورن تہ کھوژانو
درشن سُو رُکھن منہ تس چھہ سُورانہ
بیادہ نے چھہ یادن کوہ فُٹ خسانہ //
گرہ گرہ گرڈس ژِہ خسانو
بھگوان دینس چھہ کھور میان یژہانہ
متِہ چھہنہ لس رُوست یاد سُوکھ روزانہ //
آمہ تاوہ آمہ کھور فسانو
می رُوست رادھا پانہ چھہنہ روزانہ
مئی گیاه چھہ یژہ پژہ باونا کرانہ //
رازہ کورہ رازن چھہ واتانو
بھکت میان میانی موکھ سُوکھ روزانہ
میانی پوژِہ سار دیوہ ہار کرانہ

تی سُرِہ سُرِہ پنہ نی ڈلانہ //
تنبہ لت تہ دُود تس چاوانو
یمہ لرِہ سآوُمت سُوتمہ لرِہ ڈلشانہ
اُوزہ ناوُنس بیاک ہیت چھوسہ الوانہ //
شبنم پتھر اُوس ورشانو
پرشنس چھہ کرشنس کُن ٹھہرانہ
یژِہ پژِہ یندرئی رچھہ چھس تولانہ //
ہموشس لوچن چھوہ کھوژانو
خورن فُوٹھ یام ڈیوٹھ تس خسانہ
مثر زنتہ گژہ دیشہ گھچ گژ ہانہ //
آنچرہ کن چھس پریشانو
لرِہ منز شونگمُت ژِہ لرِہ چھوک نہ فیرانہ
بہت گرِہ گور کھور چھئی فولانہ //
رادُھا مہ ہر دیس منز بسانو
تتہ دُودہ سیت تتہ یاد میان درانہ
یامہ چانہ اُوتہ کیاه چھم منہ لسانہ //
مئی ویشہ دھیان چھوس ٹھہرانو
گورِ شُور لُوگُور گورن سیت یژانہ
سمسارہ منزہ سار پژہ نوئی پالانہ //
پانہ چھہنہ دانہ خل سمرانو
ژِت ویمرشہ دفت مان بھگوانو

مئ ویشہ رات دِن یمتہ چھئ برانہ
میوٗن چوٗن نتہ چھوہ نہ تتہ کنہہ وپانہ
چھنہ میانی عیشورہ تمنی زبانہ
دوٗشہ روٗست روزِتا مئ کیاہ پراوانہ ״
سدرس تار چھنہ لبانو
رادھاکرشنس چھہ یژ ٹاٹھہ آسانہ
تتھہ دیس کرشنہ یاد آمت موٗژانہ ״
نادہ بندہ یوگہ دھیان سمرانو
سومنہ بھگوان تورہ چھوس ونانہ
کرمہ وان لوٗک چھینہ درمہ نشہ ڈلانہ ״

تہنڈئ بوٗتہ چھوٗس آسانو
ژِت ویمرشہ دقت مانہ بھگوانو
پُشرِت چھہ پان می روزانو
لوزِت رکھن شین زن گلانہ
آوٗلتہ لجمژ تہ لرہ ناوِہ ایرانہ
دوگنیر تنہ کٹ ویژانو
یادہت اتھہ یان یاد چھوسنہ روزانہ
بھگوت بھکت چھئ یڈ شکھت دلوانہ
درمہ اوٗپدیش وید ویدانو
ویز درمس کھوٗن چھوٗنہ ہیکانہ

ساسہ منزہ کھوٗ نژا آسانو
پرزہ کتہ پرماند کس نہ ٹوٹھانہ ״

# لیلاہندی

اپنی کرہ نی پار اوٗترنی
مایا کو بنوایا مائے
ترگُن دارا پرمیشور نے
شہر دیسی کوئی نستھرنہ جگرے
بمہ ہما ہوکے اوٗتھہ پنہ راکھا
شویہ موٗکھ پربہ سست ناشنہ کرنی
آپی مانگنہ آپ ہی داتا

دیہہ دھرم سے جمنی مرنی
باستا کا بیرج پائے
پنچوں تُت کا چورا نگرے
من بوٗد سے سب نامہ سُمرنی
رکھیائی شری کریشن کو آکھا
کون پتا ادر ماتا بھراتا
آپ ہی لینی آپ ہی برنی

| | | |
|---|---|---|
| ویدؤں سے یہ حکم چلا ہے | | جیو آتما شودسی کلا ہے |
| سب دیوتا اس آپو شرنی | " | بیندر پتا بیندرانی ماتا |
| کیا وی اہمن شری پوتر نے | " | ایک لکھہ پوتر سوا لکھہ ناتے |
| جس راونہ گھر دیوانہ باتے | | کیا پھل پایا کمساشور نے " |
| راگھوں چھڑ کے بن میں جاگے | | راضی ہو کے پرانتر تیاگے |
| ویشنہ بکھت ست ذان بدر نے | " | نام کرشن ایک سوسب جگ جانو |
| نہ آشرم کل گوتہر پہچانو | | ترشتا چھوڑ یہ ہے ویتر نے " |
| بھگوت مایا آکھہ نہ سختی | | جسکو بھگوان آنکھ نہ رکھتے |
| لاکھ جپاکر پوجا ترنے | " | گیانی سب گل گیان بناوے |
| یوگی کرم اور یوگہ کہاوے | | یوگی یوگان نانا درنے |
| پرمانندہ تم پیرون پسوؤ | | ویرون سے نرالی بیو |
| لیلا نج لے ویلا ارنے | | اپنی کرہ نی پار اوترنی |

## داستان

| | | |
|---|---|---|
| ماتا رکھمنی چھہ اوپدیش یوزانہ | | پانہ چھمنہ ادہ کونہ روزانو |
| فیرت چھہ پراوہ نج استت ونانہ | | ژت وہرشہ دفتہ مانہ بھگوانو |

## لیلائی رکھمنی ماتاجی لسوئے شیام سندر

| | | |
|---|---|---|
| ریف تمہارا اچھا پہچانا | | نج بن کچھ ناکام |
| گوکل میں شری کرشن ہوا ہو | | اجودھیا میں رام |
| ویری تیری کوئی نہ ہووے | | پیاری ٹاڑی اور |

ہمسا کمسا مارا تارا پریم نے سُو دام ״

اپنا اپنا کرموں کا پھل ‏ ‏ مائی ایک دو بھائی ‏ ‏ لیلا ویلا ویشن کو راون کو لیام
بج بن کچھُ ناکام

بندرابن میں رس رچایو ‏ ‏ نام پیو گوپال ‏ ‏ بوگی ہو سب بوگان بوگی
بوگی ہو نشکام ״

رادھا آدِ نکو آیا ‏ ‏ زگت کریو بادا ‏ ‏ جنم جنماں کا پاپ نوارو
جاپ جپو شری شام ״

لاج رکھو تم دروپدی کا ‏ ‏ جیوا ہو کے راج ‏ ‏ دریو دن کو بود نہ ناہی
نقش پڑو پر خام ״

جال زگت کا من مانکہ کا ہے ‏ ‏ بلبلُ ماتہ نہ مان ‏ ‏ راجہ کُل کا نام لسبار یو
کاش کریو شیرام ״

مُوہ نندرا سے کون جگاوے ‏ ‏ تم ہو چندرمہ بان ‏ ‏ شرناگتہ وتسلہ تم شرن
چرنن سے رکھ مام ״

تریلوکی کلراج لیوں گا ‏ ‏ لچھمی اور سب چیز ‏ ‏ شامہ سُندر بن کچھُ ناہے
رام بنا آرام ۔ ״

تمُ برہما ویشنہ مہیشر ‏ ‏ تمُ نارد تم پربلاد ‏ ‏ پنترہ موکھی اوم گائیتری تم
پرنوہ ان کو پرنام ״

باپ ہمارا کرشن ہُوا ہو ‏ ‏ پتا تمہارا نند ‏ ‏ آپس میں کیا پہنچو نگا ہم
آپ کرو وردام ״

پرماتمہ تم شرنا ہو گے ‏ ‏ برم بیو کر دُور ‏ ‏ دھرم دیا کا نام راکھو
نارکھ چھوڑی کام ״

# داستان

رکھمن موکھتا گیہ آنند پراوانہ
سوی پرمہ آنند وندہ آس لبانہ
بھکتہ ہتر یژ سشر پانس کرانہ
ویراگر ژہاران تہ وویکہ لبانہ 〃
لچھمیہ ہندہ پوژہ چیوانو
ماتا رکھمنی سنتوشٹ روزانہ
کرنم مہ انو گرہ گھرہ چھوم نہ پورانہ 〃
دوشون یاوہ تایہ ارژانو
یژ کال رادھا چھہ دارہ کایہ لسانہ
تم یادیم سروہ اوپاد کاسانہ 〃
دارس منتر تہ پان کھٹانو
لس کینسہ بھگوان پان آسہ ہاوانہ
پان چھنہ رادا کرشنس ہاوانہ 〃
یوت نہ ڈلیشہ کیشو چھہ مندہ چھانو
دارہ بر دارس چھہ تر پورت روزانہ
سوئی پان لس چھہ تس ارپن کرانہ 〃
تیھا وت چھنہ زانانو
مھگوان بھگوت گیت آسو گاوانہ

پرمہ آنند آس منگانو
ژت ومرشہ دفتہ مان بھگوانو
پانی پانس چھہ ژہا ڈانو
ژرنو دک چھہ سالگرامک ہیوانہ
کرشنہ یاد لبہ لنس امرت پیوانہ 〃
ونہ لس یو رادکا کانچھانو
پرمانند دوشہ روست گو توشانہ
آرژرہ تمہ یتہ گژہ نکہ موکلانہ
کرشنی یاد ہردہ سیوانو
کرشنس روست کیاہ گونہ چھو ڈیشانہ
یوگین ہر دیس تہ درینٹ چھوکن ایوانہ 〃
سارگی نین گوڈہ دیوانو
راژاک اکس کیشہ اشنان کرانہ
دلیشہ روست سارنی نشہ بد چھوہ آسانہ 〃
دارہ کاناتھس چھہ کھٹانو
ست سانگہ مایا چھوہ ونشنی دارانہ
کھٹت چھوہ یی تی فٹت نیرانہ 〃
نتہ کس چھوہ بیاک تتہ آسانو

یمہ شیچھ اندرمہ نبر زہ ننانہ
شروژ ویشہ ریشن چھوہ شیچھی دیوانہ
ویژار نتر وچھہ سموکھ اُو چھانہ
سادنایہ یُسہ چھن لبانو
گرگا زن تہ شیوہ جٹایہ نیرانہ
منزمل منزتس کنہ چھنہ ڈیشانہ
سموکھ رُوزِت سُو اُو چھانو
ڈیشن سو بھگوان رادایہ چھونہ دھیانہ
سُوی ڈیشن اوس سوی اوس ونانہ
کیشو سف تہ تھف لایانو
چھلنہ زل کیشن بڈ پراوت شانہ
شانہ مت مت مت شانہ پریشانہ
تاپہ منزہ رود زن ورشانو
نتر پمپوش پتر نُو لانہ
یانہ تس روست چھنہ اچھ مژراوانہ
یوگین سُو فل کرت کرانو
پنجہ منزہ ہیہ لنجہ ڈنجہ چھنہ رُوزانہ
یس اوچھنس تس تستہ کہون ڈیشانہ
وُندہ اَرژن نہ اند رُوزانو
لوہ ہت پمپوش موکھ اُوس ڈیشانہ
لچھمی موکھس لچھم سُو شوبانہ

ژت ویرشہ وقت مان بھگوانو
شروہ نُو تہ منہ نُو چھہ ماتانو
،، یاد آم رادھا چھہ اشنان کرانہ
بڈ بڈ چھہ تمہ یوگہ مایایہ موہانہ
کُن زن کرہ نس سُو کنہ شرانو
،، یژہ پاٹ یُس بھگوانس چھو منزہ چھانہ
دمُوت ننس تستہ تس چھوہ پان نژانہ
تندوی مت تہ سوئی ہنانو
،، ژندن گن زن رادایہ ہیند پانہ
کیشو اوس اوچھنس تہ لُو چھنس کھوژانہ
جای دوشہ ون نیومت سو شانو
،، پمپوش موکسی گومہ چھس شوبانہ
بکہت آس موکہت گژہ نار وقت لبانہ
کرشنس لُو زایہ یژ ہانو
،، ڈکہ پرن پربالس یُوس فولہ ناوانہ
سویم پرکاشیچ دارنایہ دارانہ
اسہ ولہ ہو نجہ چھس آسانو
،، یُوس آسہ منزہ چھن تہ سُوئی تس ژرزانہ
وندہ چھوم مہ اندہ وند وندہ ہانس لُو پانہ
بھور کرشتہ چھُو تہ لاگانو
،، یُو مہ آس رامہ دُو ہیہ راکس گالانہ

یاس راوتہ تتہ راوانو
نترن سریہ اتھہ کھتن دارانہ
اُوچھنس زِہ اشرنی دارہ چھک لگانہ ،،
کیشو سوپن زلن ڈیشانو
آبرن ژھارنس جائی چھ۳سنہ روزانہ
پیرنس سوگٹہ ہُند پوشش پیرانہ ،،
کھورہ شیدہ شیشہ ناگ انانو
آبرن تہ ہت کت تہ کھٹت تھاوانہ
وتہ راؤ منتہ نی چھوہ سوئے وَت ہاوانہ ،،
ژُورن سُو دیوہ لون آسانو
رتھن ڈلیشت اتھن پھہ ہورانہ
وسترنہ ژھاران تہ اتھہ چھسنہ الوانہ ،،
بالہ گوپال اوُت چھوہ اُوچھانو
زِہ دیشہ نشہ پانہ فبرت تہ انانہ
دُیہ نس تہ وار دیشہ کالہ روست آسانہ ،،
بتہ وِیہ تہ یلوکی سانو
لئی گیہ سریس تہ زوُن چھنہ باسانہ
ویہ روز ژوُرہ ہاژ کرشنس خسانہ ،،
ژھیپہ آسہ نتہ کھون چھپانو

مُوہنی لِسما سور مارہ ناوانہ ،،
کھترن چھوہ مہما اُوزانو
کیشو تلہ پان اچھ وسراوانہ
سریہ سندپاٹ لثرہ لاٹ اوس دیوانہ ،،
نُوک دِت چھہ ژھتہ دایف کرانو
گاٹل سُو بھگوان گاٹہ چھسنہ پیوانہ
اتھہ ہتہ رتھن سُو پڑ پرکاشہ وانہ ،،
بھگوان کُس چھوہ اتھہ الوانو
ژورن سوگٹہ ہُندپل کیاہ چھو دیوانہ
دُورن چھہ لوک تہ ژُور دوُرِہ چھُونہ روزانہ ،،
کتھن کن کو نہنہ تھاوانو
کالہ مالہ روُست کتھہ دینٹ چھسنہ الوانہ
تنبہ لیمتہ تہ پانِ لُس پوُشراوانہ ،،
چھیپہ نس جائے پھ۳سنہ رُوزانو
تتہ بیتہ منز چھیپہ کھٹت چھہ روزانہ
تَنہ دراؤ ساروی تتہ کیاہ شرپانہ ،،
مادِسہ ما آسہ آسانو
ژُور گوُپس آسہ ژُورہ کتھہ تیوانہ
چھاون دگ زِہ لوک چھئی وناتہ ،،

یُس رُوست چھُہنہ کوُ ہنتہ تس آس سُرانہ
بوُز رُوست تہ ویز رُوست تہر چھُہنہ آسانہ
رُودمُت نہ رادایہ لزہ نیب نشانہ
سوُئی بھگوان تس چھُوہ پاتیانہ وتانہ //
ترامہ رنگہ پامہ چھُس نہ روزانو
لائق سولیس لائق نہ چھوتہ وندانہ
تُس کیاہ ہیولیس ہیو چھنہ ہاوانہ //
رُوزمش نہ کونہ کہنہ ایوانو
کریہ مان کرمہ چھُوس پریہ مان ونانہ
سوُئی آس یوزان نہ کیا یوزانہ //
پرمانندہ سندہ دنہ وانو

آسوکُس تس پان کھٹانو
زِت ویمرشہ دفتہ مان بھگوانو
رُودمُت کنوُی تس چھُوہ روزانو
گل سوُنہ گل سوُن تہ زنتہ نارہ نیرانہ
تاوان ژلہ وُندہ چھُی تھاج تاوانہ
گنہ ژیچ یہ ورنتہ گٹانو
یُس کوُنہ چھُہنہ تس چھُوہ اُوپدیش کرانہ
کنن زہ مختہ کنہ نی آسہ لدانہ
بیہ بیہ بُوز بُوز روزانوم
باکھا تاکھو باکھا چھُوہ ونانہ
پرسند رُوزت انوگرہ منگانہ

# لیلائی ہندی۔ بزبان پرمانندجی

بجہ گووِندہ نام بجہ گووِندہ نام
اور کیا کام شیاما بجہ گووِندہ نام
اِس بانی کا سوُاد پادے ست گور کا پرساد
ست گور کا پرساد پاوے کوئی ہووے ساد
کا یالے کرمایا چھوڑی یہہ لوُری وپاد۔ تانے سچ پیغام بجہ گووِندہ نام
کر کرنا کرنا کر کے کرہ کرنا نکانا چھوڑ
من مانی سے نامن لاؤ ابھیمانی سے موڑ

پیرپ ۳ ارُو اکھیاں میٹو ہاتھ اوُٹھا کر جوڑ۔ سنتوں کی پرنام بجہ گووندہ نام

برہمہ یدیا سے برم پہچانو یوں اوُ ٹھا ہے برم

ناہو کل گوُتر کا مانی تا ورن اور آشرم

پربہ جس کا شویہ سو ریف اس کا کرنا نکام کرم۔ تاپادنہ پرنام ″

نار ہنے پر آسن کر کے سُوتا ہُو کے جاگ

تربلو کی کا گرہن یہی ہے سب اپنی کر یو تیاگ

اپنی پرانوں سے بھی یا گھو ہو اوُنکی دن یاگ۔ ایسا پرانا یام ″

آکھو نگا میں محنت کر پر مزدوری نا مانگ

سانگی شری گوپال جانو تربلو کی کا سانگ

آپی لینا آپی دینا آپی پاتا آنگ۔ نا مانگنتہ لب دام ″

چاروُں سے چھڑ چاروں درنوں کو لیوست دیچار

آپ پروہت آپی جمان آپی سیوا کار

جوگہ جپا سے اپنی بیڈی آپ لنگا دو پار۔ پالیو بہت انعام ″

کھاؤ پیوؤ سوُد جاگو آوُو جاوُو پیار

لاوُو پاوُو راتر دن میں کر لیو سب دیوہ ہار

پر جانو اُس کو مانو اُس کو سونپو بارم بار

جو ہے جگ میں رام۔ ″

من مت مار و مطلب پاؤ مت بولیں گی اور

گیانی ہو لکھ جنماں پاوو کیا ظلم کیاہ جور
شیشی کون اور پتھر بناوے رکھی کون اور چور۔ کر رکھ سونا ترام "
نہیں ہوا جگت کسی کا ہووے بھی ناہی
ممتا سے سب کوئی آکہے پر پوتر بہ وے
ساتھ کوئی ناہی آوے جب پاتہہ ہووے دہہ۔ کیا چاچا کیا مام "
کور کر موُیا ازندی موُو و جاگنت سوسم سو
ہنس ہنسکی لنس اس غارا سے آنخت نارد جو
ست گور امرتہ پان پلاوے آعم کرنا رو۔ جھوٹی جگت ولشام "
دہیہ پتا اور گور کا کوئی جھوٹی ہوکے پران
بائی تو سنیالی ناہی کون پچھڑاوے ہان
زندی بوری بات آکہی ہووے سو ایمان۔ جندا پی سودام "
پرمانند کی فل غل پاوے نشکل ہو نشچل
اسی سمادی واسے پاوے بھگوان کو اٹل
اپنی انتہہ کرن کو کرلے کرموں سے نرمل۔ اپنا کر وشرام۔ "

# داستان

بھگوان بیہ منترہ کن اوس دیوانہ
وہ لنس پریمہ شری بھگوانو
سون سون سن شلہ واسن دیوانہ
نرت ومیرشہ دفت مانہ بھگوانو

ولشنہ مابابہ آدِ انت پراوانہ
ونن تہ تتہ کہنہ تہ کیاہ ونن بنانہ
پالنس چہوہ پانہ تلنبہ لااوانو
نم کرمٔر جای ہر دیس مہ آسانہ
ونہ کُس تُس رُوست ونہ کَس ایوانہ
تتِرہ یثرہ کرشنس پریانو
پریہ ون کت چہنہ ریشن تہ میلانہ
لُوبہ کہیوُ یہ رُوست یاآن پالنس بنانہ
ہیبہ بنبورس منزنہ ویٹرانو
مُونہ قُل چہوہ منہ منز باغن اوچہانہ
پرتیچ کت چہنہ دُون اَک موٗزانہ
کرنہس چہوہ آکاشس ایوانو
راداکرشنس فیرت چہہ ونانہ
انگیکار اُوپدیشس پنزانہ
سندی کہنہ نہ تتہ روزانو

سادسنت زنمہ زنمہ یٹرھانو
کرشنہ جو ولشنہ مابابہ سیت رنبانہ
کونرکُ بسر چہُونہ اُد پرن پاوانہ
سُوئیٔ سآرُوئیٔ چہُوئیٔ دَنہ وانو
نتھ نترک اُوس وستر پیرانہ
کُونٔی نالہ دُوشوئیٔ مُوکھ آس ہاوانہ
شویہ کرمہ کریہ سیت پراوانو
بنبوُر بُوزمُت ہی منز روزانہ
راداکرشنس بیہ منز اُو چہانہ
مُونہ قُل نہ نالہ مِتہ رٹانو
دُوئیٔ گلہ نچ کت اتہس چہہ وانانہ
گٹئ زِہ گٹہ آکاشس نہ آسانہ
شروہ نکُ منن سمجھاوانو
ہندی زِیوِہ پرماندہ یولانہ
وندی وندہ مکندِس کرانہ

ژِرت ویمرشہ دفت مان بھگوانو

ونت ونت کرتہ کرتانت روزانہ
ڈلِش ڈیش ولشنہ مابابہ انت نہ ایوانہ
لیٔ گیہ نربیہ پراوِت ویگنانہ

موہہ اگنہ نِشہ شانت۔ روزانو
ژِرت ویمرشہ دفتہ مان بھگوانو
دُوگنیر چھنہ کُونہٕ زانانو

وُگنیس شانہ پآن پانس ڈیشانہ
سمشئ سوھنہ تس کا سانو
نِت پرماند سُوکھ چھوی پراوانہ
ماتا بہ سنتان منگنس لوٹھانہ
لُوک تنہ ھنہ چھس ژُھارانو
برہما تہ چھُونہ ژُورویدسیت لوشانہ
شیشہ ناگ ساسہ زِوہ سیت گُل گرتھانہ
وانیو تس ونہ ناوانو
نارد جو چھو ابید بخت کرانہ
دتا تری تس شیوہ شیوہ یولانہ
شنکھا سورہ سئ گالانو
وراہ رپیہ ہرنیا کش مارانہ
وامنہ بلہ دانوس دان منگانہ
رام راونس ڈاس کرانو
کا ملو شامہ رپیہ کرشنہ جُو دارانہ
راکھس[٣] گالانہ رانین لوگانہ
شر دایہ سدتہ ساد پوزانو
لیس زِہ پوت منگہ تس سوئ نت پراوانہ
پوئ ژِی ارپن تہ ژِی موُن آسانہ
پونہ آسِت ووہ ناوانو

״ پانہ نہ کُونہ کنہہ زانہ نس بھگوانہ
نشچی سو آتما ساکھات زانانہ ״
پرمانند یُت چھُوہ کانچھانو
״ ولیشنہ مایا چھنہ ونہ نس الوانہ
ولیشی چھُوہ مایا یُتہ یلہ تنانہ ״
توتہ نس پُوت تس پتہ انو
״ ویدس چھُوہ تندوی انوگرہ وانانہ
مایایہ ون ون ونہ چھنہ الوانہ ״
شکھدیو دیو تس مانانو
״ مچھ ریلف وارت مچھ زورہاوانہ
کریمہ ریلفہ سدرہ منترہ رتن کہانانہ ״
نرسہمہ پرہلاد توتانو
״ بارگو رامہ رپیہ کہتری کترانہ
وبھیشن لنکایہ ھُند راج لیانہ ״
زگرتس گنگہ گاتش اتانو
״ بُدہ رپیہ سالگرامہ سماد لاگانہ
گارگی دَیا کرتہ ہی دَیا وانہ ״
دوئ نرہ ھنہ کتہ آسانو
کرمہ لوُن نوتہ پروُن چھوم لُونہ ناوانہ
پوہ ڈلموٹ تہ توہ یت برونٹ کرانہ

تره گونه می ژری سروه گونه آسانه
ییندری سوخ چهنه نندری روزه ناوانه ״
آکاشه پاتال پاوانو
رکھپاله میانی ژری اشر بکریشنه بهگوانه
کرشنه کرشنه رادا نه ژری بوله ناوانه ״
بیه بیه بیه وته ناوانو
نامه سمرن چانه پرسند بوروزانه
سوی لچھمی وته هی لچھمی وانه ״
دنه یاگه تس یس نه آسانو
ستوشه ورت دم چهم نو ندانه
تهاوت بت لو آسه هات ڈیشانه ״
ابیاگت چهوس لو منگانو
سنکلفه سیت میون من آو گلانه
هولج چهه جای هور هوریثه راوانه ״
کالس چهه اویدیا یه پرارانو
دکھ کا ذنمس ژه کوه پوژه کرانه
سنکلف دور کرنه روز سنه دانه ״
سوہم تره تهه تن ناوانو
پرمانند پرهه آنند پراوانه
رادا ماتا نه بب کرشنه بهگوانه ״

گونه روست بونه کنه زانانو
اهنکار چهوه بڈ گنه کار والانه
موہن چهوه مهوه مولہ مالہ والہ دوکانه ״
پیتا نه گور ژری آسانو
پننی ہستوت مه ژری کره ناوانه
مده مهوه مایا یه هندہ واله ناوانه ״
دنه دیار میان ژری آسانو
پٹو چهه دنه دیار نرآو نرآو ژلانه
نه آسنوی جان پنه سور آسه روزانه ״
نرفت کرمه نست سُرویه گنیانو
برہمن بو وسرس کیت کرت دانه
منگتس برہمنس چهوک نه موکلاوانه ״
کونه چهوک ژه سنکلف کرانو
پرانن چهوه دیهس پرآن چهنه پار زانه
زانت نه او پرسته پان آپراوانه ״
هورن تس یس چهه وارانو
سوہم ورچی دکھتا یه پراوانه
سوہمه بیه دور آسهم گنڈ هانه ״
سورمت همنه همنه ارنانو
رازه ریوش نه اوتار کرشنه جو آسانه

زان زان ازانی بوٗ لاگانو
دوہ اکہ ناردٕ ریشن ونانہ
دیوکی تہ وسدیو چھِنہ گت پرلوانہ 〃
اوٗ پالیس چھِنہ واتانوٗ
زنگہٕ چھوس بوٗ بنگہ اوتار دارانہ
توہ یوہ سرہ یوہ کیاہ چھِنہ خطانہ 〃
کوٗچھہ لوکٹس چھم مہ رچھانو
گرلس زانت تہٕ گرلس گرنٛہ ہانہ
تہٕ نہ مرنوٗک چھوکنہ ہرش شوک روزانہ 〃
دیوکی سوٗ دیو ہوتی آسانو
زلوہ میانہ شبدس پرٛھہ چھکنہ بڈانہ
تمہ دی بوٗ منگمت زنمس ایوانہ 〃
دیدہ واد ساری چھ مانانو
مریادہ دیادہ سمسار چہ پزانہ
چانیہ وانیہ ریشہ ددشہ وی یوزہ ہانہ 〃
ینہٕ وسدیو دیوکی ساتو
یادن تل چھس شیر وتھراوانہ
دیاوانہ کتہٕ پیٹھ چھوک ژہ واتانہ 〃

پریموک مس بڈہ چکہ چاوہ چاوانہ
زنہ کوی رن چھوم مہ روٗزانو
بھگوان پننوی سنتان زانانہ
پانس روٗست چھِنہ پانس پلزانہ
نوکرہ تہ چھوس تارہ تارانو
بھکتن اوپہ کارہ یوژ چھوس ریوانہ
رچھہٕ نچہٕ مایہ چھم پوترس مانانہ 〃
ہرہ ہشرت تہٕ گرہ بانو
کیل دیو نہٕ لوئی گرلس ایوانہ
یوٗزمت سوٗ ایدلیش یاد چھوسنہ پیوانہ 〃
زامت بوٗ زان مت سنتانو
مالس تہ ماجہ یزی مو کلاوہ سنتانہ
ییدوی مہ ویدہ چھوہ کھنتہ بیہ کہارانہ 〃
آدانت یی آیہ کراتو !
توہ گوٗ ناردٕ تہ رازہ دار وانانہ
ریش ڈلشت تہٕ یژہ ہرشس ایوانہ 〃
سادن ژہ ست گور آسانو
ڈیہ نک مر نیس تار چھِنہ آسانو 〃

رازہ چھوہ توہ تہ پڈ باگوانو
پانہ کھوتہ ٹوٹھ توہ لوکن تہ آسانہ
موکلاوہ تس یس چھوہ انو گرہ کرانہ
کھون کینسہ کتھہ پاٹھ واتانو
پانہ تی گنیا یہ سانکس چھہ یرزہ ناوانہ
ساک سوی پردہ آستنہ ٹوٹھہ سنتانہ
تت ست ارتھس تہ واتانو
زگہ تچہ مایا یہ گالہ پانس سانہ
تراونہ راونہ اکھہ آسہ الوانہ
ہت گژہ ہتہ کار فیرانو
کرلیشنہ جو زامت سنتانہ
کمہ اچھہ یمہ زہ سودرشن ڈیشانہ
تراونہ تمہ کی زہ پراوانو
تس روست چھونہ کھونتہ دوگن آسانہ
اوچھان تس کیاہ یس کیاہ اوچھانہ
ونن تہ کیاہ ونن تہ ونہ وانو
کتہ آیائی تہ کورکن آس گژہانہ
الگنیانہ گہس نیرہ ہو اوچھانہ
تیاگہ پیرنگہ ٹنکہ تولانو

باگوان گرہ زامت تہ چھوہ بھگوانہ
سنتن تہ سنیاس چھوہ پالانو
ست واکھہ ونہ لس تی پانہ مانانہ
میان جیاتن پرکرت سوباو آسانہ
بیس بیاک چھونہ تارانو
وارہ یس کت آسہ گت پراوانہ
برہمن سو آتما یس پرزہ ناوانہ
موہ لوب[2] کرودھ[3] کام[4] تراوانو
بھگوان تت زانہ ییت آسہ ونانہ
ژودا[14] ہمن لونن مول تہ نیرانہ
سوی برہمہ اچھہ چھوہ ترو پرانو
سوی ایمان گوڈہ کونہ چھیوہ تراوانہ
تت ست سروپ یس چھہ ساری زہارانہ
سار گونہ ترگونہ سو پچھانو
لوزت یہ آشچریہ مور ژہا بنانہ
ویراگہ سدرس منتر ڈونگہ دیوانہ
سیت آمت تہ کم چھہ سورانو
جنگلس راگہ کس ویراگہ زالانہ
راج ترادت تہ روزہ من بیراجمانہ

